# یَتھ میٲنہِ جویہِ

حامدی کاشمیری

# یَتھ میٲنہِ جوٗیہِ

(غزلَن تہٕ نظمَن ہنٛز سومبرَن)

حامدی کاشمیری

کمپیوٹر سٹی راجباغ، سرینگر، کشمیر

# انتساب

پَنِنس ٹاٹھس

عمِ بزرگوار

خواجہ غلام نبی مرحوم ہندِ

ناو

یٚمی ہندِ لَخنہٕ

شینہٕ رأژَن منٛز گُر یز بوزاں

بہٕ عجب ملک تہٕ نوش لبہ ہنٛدِس

مأتھرِ دار دُنی یَہس منٛز

راواں اوسُس!

حامدی کاشمیری

آدنہٕ پھیوٗرُس ڈوربن تہٕ ڈارَن

ڈُمر گٲیم خارَن ستی

ودی کونہٕ روٗدُس ژونہٕ وٕنی پیاربن

دوٕ لبکھہٕ ہأنم سِتارَن ستی

شیخ العالمؒ

# ترتیب

| عنوان | صفحۂ نمبر |
| --- | --- |

# پننۍ کتھ

۱۹۹۹ء تس منز چھپیو وکاشرِ زبانۍ منز میون گوڈنیک شعری مجموعہٕ ''نارس اتھہٕ واس''۔یہِ ؤری اَند واتہٕ نس پتھ اُسی اردوہس منز میانۍ پانژھ مجموعہٕ چھاپ سپدی متی۔ ۲۰۰۰ء پتھہٕ از تام یانے پتی ممن دون ؤری ین منز یوسہٕ شاعری بہٕ اردوہس تہٕ کاشرِس منز کران روُدس، سوچھےٚ بیوٚن بیوٚن دون قابلِ لحاظ سومبرٕنن ہندِ خاطرٕ کافی۔ توے کوٚر مےٚ یم دوشوے مجموعہٕ چھاپنکھ سنز۔

کاشرِس منز یہِ دوٗیم مجموعہٕ ''یتھ میانہٕ جویہِ'' چھُ پیش خدمت۔ یتھ موقس پتھ چھُ دون کتھن ہُنٛ ےظون گوٚھان، یمہٕ بہٕ توہہٕ ستی Share چھس یژھان کرنہٕ۔ اَکھ یہِ زِ اُردوہس منز مسلسل شاروننہٕ ستی پیوٚنہٕ کاشرِس منز شاروننہٕ کِس میانِس جذبس تہٕ Urge یہِ پتھ کانہہ منفی اثر، یمیُک ثبوت میانہٕ کاشرِ شاعری (کیفیتہٕ تہٕ کمیتہٕ لحاظہٕ ہےٚ وُچھو) ستی میلان چھُ۔ ''نارس اتھہٕ واسہٕ'' پتہٕ پتی ممن دون ؤری ین ہندِ باگنے دار کلامہٕ (یُس پیشِ نظرِ سومبرنہٕ منز شامل چھُ) ستی چھُ اَتھ خیالس دربر گوٚھان۔ اللہ تعالاہس ہُنٛ شُکر زِ بہٕ روُدس دوشونی زبانن منز حتی الوسع پننہٕ تخلیقی آگاہی ہنز تجسیم کران۔ اَمہِ ستی چھےٚ یہِ کتھ نَنان زِ ماجہِ زیوٚ علاوٕ ہیکہِ بیٚیہ کُنہ بدیسی زبانۍ منز تہِ موثر تہٕ پوشہٕ وٕنی شاعری کرنہٕ یتھ، بشرطیکہٕ تمہٕ زبانۍ ہندِس تخلیقی ؤرتاوس پتھ آسہِ کامل عبور۔ غالب تہٕ اقبالہٕ سنز فارسی شاعری چھےٚ اَمچ مثال۔

دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ زِ پننہِ شار گوئی ہنٛدِ اکہِ زیٛٹھہِ تہٕ اَژھین سفرٕ تہٕ اَمہِ کٔین سنٛین ووٚگنین،
اَمہِ کِس راوٕنٕس تہٕ لبہٕ نٕس، اَمہِ کٔین اسرارن تہٕ مکاشفن، تہٕ اَمہِ کِس شوٚعوری تہٕ لاشوٚعوری
ورتاوٕکین زٲوِ جارن پیٹھ نظر گذرتھاوِتھ، یُتھ کنہِ اَمہِ منٛزی گذرِتھ، یہِ سٕرِتھ تہٕ وینہٕ راوِتھ چھنہٕ
میٛنےٚ یتھ منٛز کانٛہہ شکھ باسان، زِ یہِ شاعری چھےٚ ژ کہِ حیات وکائیناتہٕ کہِ وُتشل ظھوٗرٕ کی پٲٹھی شاعرٕ
سٕندِ باطنی تخلیقی جوہرٕ چ لسانی پرزٕنتھ، شاعرس چھےٚ پننہِ طالعہٕ تہٕ استعدادٕ موٗجوٗبہٕ تخلیقی انرجی باگہِ
یوان تہٕ سُہ چھُ لسانی اہلیتہٕ ستیٚ اَتھ صوٗرژن منٛز ووپداوان۔ اَمہِ خیالُک توثیق چھُ یمہِ کتھہٕ ستیٚ تہٕ
سپدان زِ سُہ (شاعر) چھنہٕ یژھنہٕ تہٕ عٔلمہٕ یا منصوٗبہٕ ستیٚ تخلیقی وَرتاوس دَس ژلان، یِم یہِ کران چھےٚ
تِم چھنہٕ شاعر یُتھ کہِ چھےٚ ناظم، یہِ تخلیقی وُتش چھنہٕ پیاراں سالن تہٕ سوالن:

چھنہٕ پوش پیاراں چمنہٕ کٔین سالن تہٕ سوالن

(مہجوٗر)

یہِ چھُ پانے ووتلان تہٕ لفظن ہنٛز ترکیبہٕ تہٕ (synthesising) ستیٚ لسانی حقیقتھ
بنان، بقول غالبؔ:

مانہ بودیم بریں مرتبہ راضی غالبؔ
شعر خود خواہش آں کرد کہ گردد فنِ ما

اَمہِ تلہِ چھُ نتان زِ تخلیقی mechanism چھُ اصلاً مکاشفاتی، یہِ چھُ ذہنی طور بز ونٛتھےٚ
سوٚنچمتین خیالن، عقیدن یا مقصدن ہنٛز راست اظہارٕ چ نفی کران، شاعرٕ سنٛدی خیال یا عقید یا

ہکن شاعری منز یتھ بشرطیکہ یمن پیٛیہ تخلیقی شخصیژ ہُند حصہ بنٕنہٕ دِنہٕ تہٕ تخلیقی وُتشس منز شرژو پرٕنہٕ پیٛنہٕ دِنہٕ۔ یتھے کنۍ ہیکہٕ أزی کہِ وقتک بحران (crisis) یُس انسأنی مَسلو یا نے غاأرانسائیتن، سیأسی غارتگری، اقدار شکنی، مقابلہٕ آرأیی، کمرشلائزیشنہٕ علاوٕ موتہٕ حیات، زوال تہٕ شُنۍ ہکھن مسلن ہنز آگأہی پأدٕ چھُ کٔرمٕت یا وۄتہٕ لوومُت چھ، اُتھ منز صۄرتھ بدٕلأوِتھ جائے رٕٹتھ۔

مصرہ مریمن چھس شکر گزار یوسہٕ میٛنہٕ پَنٕنہٕ نِس تخلیقی سفرس منز مستقل انسپائریشن تہٕ وتہٕ ہادک رۄز۔

مسعود عالمن شکریہ ادا کرن چھُ میٛے لأزِم، یُس میانہِ شأیریہِ لول چھُ بران۔

پننس عزیز گلزار حضرت بلی صأبُن چھس بہٕ مشکوٗر، یِمۍ مصروٗف کارآسنہٕ باوجوٗد "یَتھ میانہِ جویہِ" ہُند مُسودٕ کمپیوٹرس پیٹھ کمپوز کۄر۔


حامدی کاشمیری

مسعود منزل

کوہ سبز

شالیمار، سرینگر

ہردِ بُزی سوئنۃٕ خاب أسی کران
شوقۃٕ گس گس عذاب أسی کران

روبۃٕ خانَن تۃٕ نارٕ سۆدرَن منز
خابۃٕ مُنزی اِنتخاب أسی کران

أسی راتَس ببہ وایہِ ئژ نیران
شام تامَتھ حجاب أسی کران

ہوشہِ راوان زیر أشِس لگہِ ہبکھ
عالَمس زیرِ آب أسی کران

ڈُٹھ وَٹان أسی دوہلہِ لۆکن منز
رأژ ژھایَن خطاب أسی کران

کُس کُمِس حال باوِ ہا نگھۂ پتھ
دۄرِ دۄرے جواب أسی کران



أخری شہہ ہبنگ سبب گرِڑھ ہا
اَکھ ڑُیہا ووتھ یہِ کالہٕ نَب گرِڑھ ہا

تھامہِ گومُت چھُ گاش بالَو پٹئ
روشہِ بیدار نوش لب گرِڑھ ہا

تھاأوی خابَن اندر مےٚ رئژھٕ رأوِتھ
وبسہٕ رہا، ہایہِ زوٗنہٕ ڈب گرِڑھ ہا

کوٗٹھر بن منزٕ شٹھے یہِ أچھی پھرِی پھرِی
وائے آدا یہِ شینہٕ شَب گرِڑھ ہا

ڈیشہِ ہَو تاپھ ما کوہَن پیٛومُت
کالہٕ اوٚ برس یَپأرِ دَب گرِڑھ ہا

تارٕکن تام نار ہیٚیہِ ہے ما
کاش أندری یہِ لولہٕ تَب گرِڑھ ہا



زاڻہہ تہِ ما ووٚنڈٕ دود باواں أسی
بونہِ ناژُک جہار ہاواں أسی

دادِ گاراں أسی رأوی ٕمتٕین
پانہٕ راوان راوٕ راوٕاں أسی

أسی گاراں أنتھہٕ روٚسی صٔحراو
پانہٕ ٕتوسان ، لوسہٕ ناواں أسی

ہرٕدِ واوٕچ اندھیر سیٖٔن منٛز
شوقہٕ پرٛیٖہِ وُن بہار چھاواں أسی

سوٚنتہٕ کالُک وُنُیب گرٛھاں اوسُکھ
واوٕ ژٕنجن تہِ سیٖنہٕ داراں أسی

تِتھی شِہلی گُلی تہِ آے سیٖکلین منٛز
تھٔکھ دِنٔے موتہٕ نِنٛدرِ ساواں أسی



چھس کراں واؤ اعتبار دوہے
چھم ولاں نال بُسرِ نار دوہے

چھم کران ٹسنہٕ راتھ گُیت تارَکھ
چھس بہٕ زَخمن کران شُمار دوہے

توتہٕ سُئے گوٚٹ فضا رٕہتھ گومُت
چھس بہٕ شولان شَفقہٕ نار دوہے

وَنٛدِ کالَس بہٕ دارِ بَر ترٛوٚپہٕ راں
دوٗرِ آلو دِواں بہار دوہے

وارِ وُچھِ ہَتھ بہٕ پھریکہٕ روٗس روٗزِتھ
چھم مےٚ آساں لارِ لار دوہے

آلوٗن کمی سِندبن تھواں چھس کن ؟
راوِ راں چھس دِلک قرار دوہے ۔



رٲسی کاڑاہ زوٗنہٕ کم اختاب گٔے
زِنٛدٕ قَبرَن وٕتھی تِتھی اسباب گٔے

بالہٕ داٸمنٛز آو۔ شوریٛومُت ہوا
بلبلو گیوٚو نغمہٕ، گُل بے تاب گٔے

اوس ہَوٕہَس ستیٚ آمُتٕ روٗدٕ پھُژیک
ژِندرِ ووٗتھ یُپ، بالہٕ تھٕنگی غرقاب گٔے

اوس ییٚراں بالہٕ تَھٕگٛین زوٗنہٕ گاش
سَتہٕ وٕنی کٔدٕلَن ڈٕہِتھ سہلاب گٔے

أس یتھٕ کٔنی بالہٕ ہَوٕچ لولہٕ گرٛاے
آے وُکرنہٕ أنہٕ، کم بتھی خاب گٔے

رٲتی راتَس تارِ کوَ کوتاہ جلھیٚو
زِ ے، اَچھر جُری خوٗنہٕ، عالمتاب گٔے



خۄنہٕ ٹٕری نیزَل کنڈٕبو گلزار گۓ
بال ؤتھی اَڈ نیٚندرٕ نارونار گۓ

گوو تمَن أٔخر حقیقژ ہُند شۆعوٗر
خابہٕ ہیٚے مژ خابہٕ مژٕی بیدار گۓ

أٔنۍ گُٹھمن مژ أٔسی رٕژھ راں پأٔری زان
خانہٕ من سأوِکھ تہٕ دارٕ کی لار گۓ

شہرٕ گامَن ژھأر دِی دِی آوِسیٚوس
کۆت سَنا .تِم آدٕنکی دگدار گۓ

أٔسی تِم بے وایہٕ ڈٕری یاوَن تَران
پان سپدک آوِگن، لاچار گۓ

بالہٕ تھَزرَو یَکنۍ گُنۍ آلَو سَپُن
خالی أٔکِس آنَس اندر بازار گۓ



کثازِ ٹلۂ نَم سِیاہ کارَن ءِستی
وأثسہِ رؤدُس بۓ ماہَ پارَن ءِستی

زال وونان ہرِدِ زأجِز رَگن
ژھالۂ ماران نَو بہارَن ءِستی

اَز تۂ بالَن چھےٚ سوے کِنَو ڽِنڈِر
چھس ژَھٹاں نالۂ آبِشارَن ءِستی

نیلِی گُنبد وَزن تۂ راز نَتَن
لَے چھِ تھَاوان ژھوٚپِ اِشارَن ءِستی

اَز تۂ أندی أندی مےٚ دوہلہِ شال وُثگان
تِم گۓ شوقۂ شہسوارَن ءِستی

دوہلہِ پژبزلاں آفتابکی پأٹھی
چھس بۓ لوساں شبَس سِتارَن ءِستی



واو لونچن بَران مُشکِنز دار
کس چھےٚ ہَن ہَن ژھٹان مُشکِنز دار

سونتھ ما آو، دارِ ہڑرآوِو
واوِ گژایَن یِوان مُشکِنز دار

گُس چھُ چھانان خاک صُحراوَن
گُس دوژھن منز رَٹان مُشکِنز دار

جامہِ یٲراوِنچ ضوٚروٚرتھ کیٛاہ
پوش لنجن وَلان مُشکِنز دار

پَر زِ ناوُن سہٕ دوٚرِ مُشکِل کیٛاہ
تَس چھےٚ بروٚنہہ بروٚنہہ پکان مُشکِنز دار

اَکھ سَناہ گوو مےٚ مأنزِ اوٚنگجہِ سربم
چھم مےٚ أچھ رن ڈلان مُشکِنز دار



کم زوٗنہٕ تہٕ تارَکھ کمہِ تاں مایہِ وَسان أسی
بے نوٗر کھوین منز ژھیٚپہِ ہمسایہِ وَسان أسی

صُبحہٕ پیٹھے پربتھ طرفہٕ وُنَل نال ۔وٗلتھ أس
کتھ شایہِ کھساں بالٕی تہٕ کتھ شایہِ وساں أسی

گُل أسی اَسان ، نغمہٕ گربزاں أسی جَلن ہنٛدی
لوٚت لوٚت رَتہٕ ڈٔری یاو گُہَن ژھایہِ وساں أسی

زوٗن أسِ إگمہٕ تھلمہِ، رٔہتھ ناگ گوٚمُت اوس
پاں قطرٕ بٹھِس تَس تَنہِ تھَتھرایہِ وساں أسی

تم أسی رَچھاں خاب ژٔکِس موٗختہٕ گُلبن ہنٛدی
گٔڈ آبہٕ سوٚدِر أسی تہٕ بے وایہِ وَساں أسی

بٔری پیٚٹھی نہٕ پکاں کانٛہہ نہ ہوٗاں پوٚتیہِ سِیاہ راتھ
أشی قطرٕ أچھو أسی گرٛشاں ضایہِ، وساں أسی



ٲگی سرسبز جامہٕ ناؑلی گُلبو
ءکتی وِہی ہاؔوی وَنٛدٕ کاؑلی گُلبو

ہۆل گٔنڈِتھ تاپہٕ کڑایہِ ٲسی دَواں
ژھاپِتھس ٲنی تہٕ ہوشہِ ڈاؔلی گُلبو

تارٕکن تام نۄہہ تہٕ ہِنٛدٕر راؔو
کۆت گربز راتھ ٹُل سواؔلی گُلبو

بَس ٲلجِھ یِونہِ سوٗنتہٕ چھِہ تہٕ ہرتیٚی
ہرٕدِ طوٗفان ءکتی ژاؔلی گُلبو

ءکتی لژِھ گٔے تہٕ ءکتی پتھ گُن رٕوٗدی
دِژ نہٕ پتھ گُن نظر وُباؑلی گُلبو

کٲاہ خطاہ کھالہٕ گریٚشمِکس تاپَس
پانہٕ کم سبزٕ زار زاؔلی گُلبو



چھس بۂ ڈیشاں آفتابے یائتی
چھِم حقیقژ ووتھاں حجابے یائتی

تارکن ءستی چھس شبس چھکراں
دوہلہِ وونان چھس بۂ خابے یائتی

زۏنہٕ گاشس چھِ ہانکلن ءژراں
ڈٔہی دوہس چھِم کراں عذابے یائتی

ہنہٕ آمت نیٚبری بۂ ظلماتس
أندرٕ زوتاں ماہتابے یائتی

چھس بۂ لاراں ترِیشہِ ڈٔرِی یاوَن
بژوتھ گُن چھِم یِوان سرابے یائتی

چھِم دِوان حۏرٕ ناد پانَس گُن
بالہٕ دامنٔ کراں جوابے یائتی



یَم کرِنٰی اُسی کار ، کرِنے رۂدی
ءِکتی ڈری یاو تارِ ترنے رۂدی

شہہ رئِتھ پےَ ہجُوم ظُلماتَن
ءِکتی ظُلمات توتہِ سَرنے رۂدی

نارِ جَمکن رُکاوِ ہَن ءِکتھِ گُئی
ژُھلی تہِ ئلی شام تام مَرنے رۂدی

ساَرِ تمثیلہِ چھُم مےٗ وڈلہِ مُت نال
توتہِ کاَئتیاہ ورق مےٗ پَرنے رۂدی

اُس اُلجھُٹ سو ترپہِ تَرپھ موتَس
قبرِ وَٹنے تہِ پیری گُرنے رۂدی

باَگہِ راَوِم دوڑَھو دوڑھو راتَس
پانہِ ناَلس مےٗ لال جرنے رۂدی



خاب ڈیشان خاب خابَس منٛز
ؤتھی حٔقیقژ حجاب خابَس منٛز

گوس ہُشیار وُنلہِ نال ووٚ لُم
ؤتھی مےٚ نِش آفتاب خابَس منٛز

سنبلَن أسی تن کران پُرٕژ پار
کیٛاہ گوناہ کیٛاہ ثواب خابَس منٛز

کیٛا زِ ہن ہن چھےٚ چھوکہٕ دأوی گُمٕژ
ٔسری مےٚ سأری عذاب خابَس منٛز

چشمہٕ مُژربم تہٕ برٛونٛٹھ گُن آیَم
کوٚر مےٚ حوٚرَو جواب خابَس منٛز

چھُم ووٗن آب و سراب اَگےٚ باساں
آب اوسُم سراب خابَس منٛز



پھۄر پوشَن سوژر وُچھان وُچھان
واۆ ، کتھِ دژاو تر وُچھان وُچھان

آیہ کانٛہہ ژھٹ نہ کانٛہہ گُنٛڈیل نوٗن دژاو
یارِ گلٕی پیٚیٕ پَتھر وُچھان وُچھان

کوچہِ بازٲری دوہلہِ گوو پھُٹِ پھاک
گۍے رٕہتھ دارِ بَر وُچھان وُچھان

نیٚوٗل آکاش مٔنز اَتھَس ووٚتھ گوو
کاٗلی موکلیم پَر وُچھان وُچھان

سبٕکلٕمن اوس وُنہِ یور یِنَے
رٲوی پمپوشہِ سَر وُچھان وُچھان

تارٕکن ئستی چھکھ کران گُنٛید گُنٛید
نال وَلہٕ نَے اَچھر وُچھان وُچھان



پان وبگہِ لوو تاپہ کڑایہ گلوبِ
رئڈی بیابان گہنزِ رایہِ گلوبِ

واتہِ اَکھ تاپہِ زِژ مےٚ نِش کتھہِ گُنی
کھوپرِ کوٚرمُت چھُہَم مےٚ سایہِ گلوبِ

ژیرِ کتھ لوٚگ ترَٹَن تتہِ طوٗفانَن
پوٗش چھکہِ رآوی جایہِ جایہِ گلوبِ

پڑاٹہِ ہَن موٗل ہیٚور نَبس وُپھہِ ہَن
کوٚر پٔنُن پان ہایہِ ضایہِ گلوبِ

زوٗنہِ کھنگالہِ ترٛوو، تارَکھ پھٔٹِ
نرِ وٗہراوِ گہنزِ مایہِ گلوبِ

تِم مُسافِر کر گژھن بیدار
دوہلہِ یِم نِندرِ پأوی ژھایہِ گلوبِ



ناد لایان چھس سِتارَن ءستی
دۄر نیران چھس سِتارَن ءستی

چھس دِوان ۆنی بہٕ کالہِ کۄٹھرِ منز
دۄرِ پژبزلاں چھس سِتارَن ءستی

کیٛاہ مےٚ دۄر بر چھُ آفتابَس نِش
کیٛاہ بہٕ ژھاراں چھس سِتارَن ءستی

گہہِ زِھوکان چھس بہٕ کالہِ سکہِ لِلن منز
گہہ بہٕ لاران چھُس سِتارَن ءستی

دارِ ہِکنی ہِتھ تِمَے تلاں چھِم لُنڈ
کر بہٕ میٹھان چھس سِتارَن ءستی

گۆٹ شِشُر رائژ ہُنٛد بنان سنگلاخ
پان زالان چھس سِتارَن ءستی



رأتی راتس مےٚ اِنتظار کریٛو
واو دُپ اوس اعتبار کریٛو

واٹھ لوٚگ اَتھ تہِ اند مزارس ءتی
شوقہِ آئنگنی پنُن مَزار کریٛو

اَز تہِ اَکھ خاب منزِلس واتُن
پکنہِ بڑوٚنٹھے وَتن شُمار کریٛو

کوہہِ پتی ٚکنی گرشھان سے آلو
پوشہِ داٮ۪منی پتو قرار کریٛو

شامہِ بڑوٚنٹھے وَتی ژھوکیٛو کتھن
مہرِ تاباں شریکِ کار کریٛو

کائنسہِ نَے پانہِ ہوِ ہَنے زَزِ روو
وقتہِ بڑوٚنہہ باخبر بہار کریٛو



آنگنَس اوس گہہ پھوٲں راتَس
أسی ما بالہِ وَن دزاں راتَس

خاکِ وخوٗنَس چھِ دوہلہِ مَتھنہٕ یِوان
نوٗرِ بُتھی ہبتھ لبَن پھٹاں راتَس

گوڈٕ وۆتھ دورِ شامہٕ ہیے کربکہٕ ناد
ہوٗنی أسی أخرَس وُنگاں راتَس

دوہلہِ پأراں سِلاح سامانے
لولہٕ گُلریز چھی پراں راتَس

آسمانَس کھسان بہٕ قبرِ وَسان
چھِم مےٚ کأتیاہ وِہی گرٛشاں راتَس

سأرِ ہیے پھیش چھُس دِواں صُبحَس
چھُس بہٕ بدٕنَس اَچھر جراں راتَس



یَتھ ہِیہ رأژ زانہہ زَوال پِیا
نۆرِ بُرتِس کرِئوم سال ، پِیا

چھم نہٕ لگطس مَشان وُنی کہ پیٹھے
مئون زانہہ کالی تَس خیال پِیا

لأی ووٹھ تمی وِشال سۆدرس منز
کیاہ دوژھن منز بُرتھ سُہ لال پِیا

أچھی گیم پتنہٕ پیأری پیأری شبَس
میانہٕ آنگنی سحر جمال پِیا

نارِ بالَن کھسان وَسان لوٗسس
زانہٕ مولا سُہ سبز بال پِیا

واوِ ٹھہراو کر ، کتھا پرژھہٕ ہے
باوِہَس یوٗد ژٕ مئون حال پِیا



پُرِی یہِ وَنہٕ وُن گوٗھان بونٛبن تَل
چھُم مےٚ سورُے مشان بونٛبن تَل

کوٗ ہہ تیشٹالی رٔکن وَسان گٹہٕ زوٚ ل
زوٗن لوٚت لوٚت کھسان بونٛبن تَل

زانہِ مولا چھُ کیاہ بٔنتھ آمُت
لُکھ چھِ سأری سَمان بونٛبن تَل

بُستَین منٛز پوٚان لگن نِنٛدٕر
ژھایہِ کیاہ ہےٚ تُلان بونٛبن تَل

سیکہِ لبن منٛز نہٕ اَچھِ تہِ وَٹنہٕ یِوان
موتہٕ نِنٛدٕر کھسان بونٛبن تَل

اوس نارُک جہار طرفاتَن
اوس گُس تاں دَزان بونٛبن تَل



تہہ بہٕ تہہ بٔیوٗٹھمُت غُبار وَتن
اَز تہِ کٔمی سُند چھُ اِنتظار وَتن

ژٔھپوٚرا وان مَنزِلَن گٔٹی بال
گاشہِ راوان بونہِ نار وَتن

راوِ ہا کوٚت مُسافرَن ہند خوٗن
شولہٕ ماران لالہٕ زار وَتن

اَز تہِ پیاران دارِ بَر پأرِتھ
متھنہٕ آمتی چھِ شہسوار وَتن

کٔمی ووٚنُے خوٗن رائگان سپُن
یَسلہٕ پھٔلی متی چھِ لالہٕ زار وَتن

گرِ نیرِتھ گرٛٲھو تہٕ کور گرٛٲھو
کوٗت ووٚتھمُت چھُ انتشار وَتن



ربھۂ ناواں طۏفانَس آب
وِہی بدلان پرِبتھ آنَس آب

تارَکھ گاۓتی نار و نار
ژِھوِرا خانَس خانَس آب

فصلَن پیٹھ مائِلی توشان
تاراں شگستانس آب

ژُمی ژُری از تاں تارکھ کاش
کھالاں چھِو اَسمانَس آب

ۏذِ ۏذی چشمَن سوریٖو گاش
کوتاہ بَرِ وأرانَس آب

گاۓتی بُتراٗژ چھِ چاک وَچھس
کھالاں ژُۓ اَستانَس آب



چھم بوڑ واں ، ووتہٕ لاواں آب
سیکہِ شاٹھن چھم لاگان آب

چھنہٕ کانٛہہ چُری گش قبرَن پٹھ
موردَن چھا ووٚنی پرٕواں آب

موتھُن گومُت زِنٛدٕ گاشَس
اوس اَیینہٕ کس ہاواں آب

پَتھ کُن ترٛاوِتھ تریشَل بال
اَخر کوٚت کُن لاراں آب

شہرَس ووٚتھہٕ مُت ہا ہا کار
چشمَن چھنہٕ زانٛہہ سوراں آب

ژھانٛڈان ژھانٛڈان لوٚسِم پاد
چھم سیکہِ لبن منٛز راواں آب



کار کم کم سِتارٕ أسی کران
کاروانَن اوارٕ أسی کران

أسی ژھایَن تہٕ زُو تہٕ جان وَنٛدان
پأنی پأنَس دَدارٕ أسی کران

واوٕ گژائے اَسُن گولابَن ہُنٛد
دِل جگر پارٕ پارٕ أسی کران

آسہٕ نُے کیٛاہ نہ روزٕ وُن آسُن
ناسنَس پیٹھ گذارٕ أسی کران

اوس وأرانہٕ کس پرٛبکس ژامُت
بُسی تیَن کم وُجارٕ أسی کران

أخرَس أسی میٛژِ ستی رَلان
ژَھرِ ژھوہ دوہ تارٕ کران



مُنزِلَن گارِ ہَن گُماں ما اوس
سیکہِ لٹِن کانٛہہ پۄدٕ نشاں ما اوس

اۆبرٕ نَب اوس تالہِ تام وَسان
کانٛہہ اَکھ رۄدِ پھرُیک پہواں ما اوس

گہہ پہواں رۄد شیشہِ داربن پیٹھ
راتھ کانٛہہ ہیرِ بون دَزاں ما اوس

وَنتہِ ٹُھہراو ہو قدم کتہِ نَس
اوس شُنیاہ ، آسماں ما اوس

سوزِ ہے شیٛچھ تہِ والتہِ ہی یِتھ گُنہ
رأتی راتَس ہوا ڈلاں ما اوس

اوس سادٕنی وُچھان اٲچھ پھری پھری
حالِ دل زیٛوِ پیٹھ اَناں ما اوس



زؤنہِ تارَکھ اَساں اَساں کوّت گئے
نؤرِ منظر وُچھاں وُچھاں کوّت گئے

ڈیہہ دوہَس اَسی وولہِ سَنس آمتی
شام گرِژھ تھیِ وداں وداں کوّت گئے

سوٗری گومُت ژھربر چھُ نال وُلتھ
بال اَنڈی اَنڈی دزاں دزاں کوّت گئے

ووتلہِ نا کانْہہ صدا مَزارو کِنی
ہوٗنی سارَی وونگاں وونگاں کوّت گئے

نی نہِ یوّد آیہِ گژایہِ پانَس سِتی
لوٗکھ تارَس تراں تراں کوّت گئے

دژاو کانْہہ پیَے پتاہ نیب نشاں
اَسی لرِ لوّر پکاں پکاں کوّت گئے



راتھ گُیت بڑاُ ئتی جانہِ وارَن گے
گاش پھولہِ نَے کمَن شہارَن گے

گوو ہوا روڑہِ پوشہِ مَرگن منز
خوٗنہِ ڈری یاو آبشارَن گے

ووٗنی چھےٚ ڈولان لاشہِ سَرٛکن پیٹھ
تنگ کاٗتیاہ ہکم مَزارَن گے

ہَردِ واو اوس بالہِ یور ییٚنے
گردِ کم خاب نو بہارن گے

شاپھ لوٚگ ہِندرِ منز نوش لبن
تختہِ زندان جاگۍ یارَن گے

سوٗرِ بتھی کاٗتی یاد تھاوٕنی چھِک
کم فراموش ماہ پارَن گے



وہ پھۂ لاں چھم أنڈری افلاک
لرِ لوّر رؤدُم خاکس خاک

بلبل مُتی گائمتی نغمن
ینبرزلہِ وأنجہِ گُری چاک

گُس باوبم پٙے گرِ بارُک
گومُت طرفاتَن پھُنی پھاک

میانو چشمو ؤتھی ڈری یاو
کتھ پٹھ آسَس أچھی نمناک

شوریؤمُت چھس ینہٕ مےٚ گوم
خابَس مٔز خابک ادراک

یِیلہِ چھس لؤکن ہتی اَسان
أندری مےٚ ژھٹاں گُس تاں باک



پَنہٕ نِس پانَس داوَس لاگاں
ینبرزلہِ گُس واوَس لاگاں

وَتہِ پٕٹھ فقرُت گلو شۄہجاراہ
ترٕٛ تاوے چھی ہاوَس لاگاں

میانٕن قدمن تھی میٹھی دِواں
پتھی کنٕ میانَس ناوَس لاگاں

آدمی رَنگہٕ تم رنگہٕ ناواں نَم
اِد کیاہ چھِنہٕ لبہہ لاوَس لاگاں

بہتر قدمے دُیٖن تاپَس منز
گُلی شہلتھ ما تاوَس لاگاں

تنہِ مُہٕ راُوِتھ تخملی جامَن
چھُم پربتھ شہ پرکھاوَس لاگاں



اَسمانَن کاٗتیاہ بَر ؤتھی گئے
گَمہِ شانہٖ بُراقس پَر ؤتھی گئے

کوٚڈ أندرِ کاڑ یہِ نارٕ گلبو
شِٹھٕ نیمتی آبہٕ مَلر ؤتھی گئے

ہِکھو تاپک پرتَو ہیٚؤ ما پبو
گُکلِبن تہِ شِٹھے متی پرٕ ؤتھی گئے

ؤلہِ متی أسی اوٚبرٕ کی گٹہٕ کارَن
کوہہٕ تلی زُنہٕ گاشِکی سَر ؤتھی گئے

اَسہِ گتہِ نَنہِ ہا موسم بدٕلیاو
یم دارِ تہٕ بَر زانٔہہ کر ؤتھی گئے

شبن طرفَن اوسُکھ گوٚٹ گمبز
ہِکتھہٕ أخر شمس و قمر ؤتھی گئے



یِوٕ کِتھ پٔٹھ تارکھ برٛہَم آسی
ۄُتہٕ شاواں نارس پیہَم آسی

مٔز تاپَس وولُن ویٚوٕٹھ ڈوٚٹھ
گُلی لنٛجن بامَن کم کم آسی

بُتھِ نیٚرتھ طوٗفانی لٔہرَن
بوڑٕ نیمٕرٕ ناوِ رٹاں نَم آسی

چھِھی لگہِ تھے آب سپنٕز ستہٕ وَے
تم اَسہِ بدن رِکنہٕ شبنَم آسی

اَسمانَس شانَن پٔٹھ رٹہٕ ہَن
تم پنہِ نِس . پانَس محرم آسی

ژٕتہِ آسکھ أندری ووٚش ترٛاواں
مےٚ تہِ أندری کوٗراں کم غم آسی



نَرِ کتھِ پلۂ نَم وَں زٔمینَس تام
لُمب واتاں وأژم سیٛنَس تام

أندری أڈۍ جن مےٚ ژام سوٗر
پَے ما سا لۆگ أیٛنَس تام

اَمہِ اور تہِ شاید بروٗنہہ پکۂ ہَن
ڈٔیہ بروٗنہہ چھےٚ پکاں وٗنی کیٛنَس تام

ہنۂ آمِتی أسی کتھ زالَس منز
دنیاہ ؟ تھپ أژ ہش دینَس تام

تھو ووٗنی شمشیر میانَس منز
یُپ کھوٚتمُت خوٗنک زینَس تام

لفظن ٹھٔہنٛد بن پیٛٹھ کوسۂ پٔژھ روٗز
یم ہوٚٹ چھےٚ ژٹان أیٛنَس تام



خأبِ أنٛدرٕ چھِم یوان پمپوشہِ سَر
کیٛاز وَدٕنٛس پٔتھ اَسان پمپوشہِ سَر

زوٗن ، تارَکھ ، یوسمَن ، أیِنہٕ ، پل
ٔکتی وِہ راتَس کران پمپوشہِ سَر

روزِ کیٛاہ ووٗنی دٕز وُنمن سیکہِ لٔبن یوٚر
چھِم رَگن اَندر وُزان پمپوشہِ سَر

أخرس ہوٚکھی آبہٕ آگر ٹٲلی ٹٲلی
ژینہٕ دٕنی أسکھ دِوان پمپوشہِ سَر

خوفتہٕ شہرَس بنٛد داربن گہہ پھوٲل
رٲتی راتَس چھی دزان پمپوشہِ سَر

شہ ژھوکاں دٕہ دار تہہ خانَس اَنٛدر
دوٗرِ آلو چھِم دِوان پمپوشہِ سَر



ژ تہِ ڈیشکھ تل پاتالہٕ کھَسن
پۄت زۄنہِ تمے ہی مالہٕ کھَسن

شِشہِ رٕیمتی خۄنٕکو تہہ پڑٲٹھ
نپہٕ ناوے ہبتھ گُلِ لالہٕ کھَسن

گرِٹھ کرٚیہنمن بالَن ڈلی سہٕ گوڈٕنی
اَدٕ گاشِرِ سنگر مالہٕ کھَسن

تم کر واتَن تتھ سبزارس
اَکہِ بالہٕ کھَسن اَکہِ بالہٕ وَسَن

سَتہٕ وَے یکہٕ وٹہٕ یتھ تھُنکِس پٹھ
ماراں کم ہرٕنہٕ ژھالہٕ کھَسن

چھُنہٕ مُشکل واتُن یتھ تھزرس
کُس بُتھ لاگن ، کمہِ نالہٕ وَسَن



روِمُت چھس کمَن خیالَن منز
راتھ اوُسس بہٕ مہ جمالَن منز

اوس شُنٛیاہ بہ وایہٕ واش کڈان
ہینہٕ آمُت گربزل سوالَن منز

یورزانہہ پلہٕ نہٕ ووٗنی سوکربزل ژھاے
جائے گرٕمژ چھُھے مےٚ لالَن منز

روزٕ پربتھ ساتہٕ شینہٕ کھمبرِ پھوان
ؤژھ نہٕ اَکھ تاپہٕ لےٕ تہٕ بالَن منز

إٓسنٛگھ بربم ژےٚ راوٕ راواں چھے
اَکھ دماہ بہہ تہٕ خستہٕ حالَن منز

باغہٕ پتہٕ باغہٕ ؤنی دِواں روٗدُس
جائے رٕٹہٕ تھَم کمَن گُلالَن منز



کیٔاہ ڈیوٗٹھم اَیِپَنٕس منٛز
لَلہٕ واں کیٔاہ چھس سپَنٕس منٛز

لۄکن پیمٕژ اۄو ہِنٛدٕر
شولیوٗمُت نار زمیِنٕس منٛز

حق گوئی پیٹھ پھٕہہ کھالنی
لیوکھمُت چھک اَیِپَنٕس منٛز

روشن گے کائنٔاہ ظلمات
کوسہٕ زٕژ اَہم سپَنٕس منٛز

کس رُکہٕ ہے، کتہٕ نَس رُکہٕ ہے
نار اوس ودپہٕ داں شپَنٕس منٛز

پتہٕ گُس روٗدُم ناٗلی نال
دُنیاہ گوُرم دپَنٕس منٛز



# نشاؔط انصاری

زندگی منز سۆرُن یہِ باأوِتھ گوو
پننہِ قلمُک جہار ہاأوِتھ گوو

آسہِ ہَس زۄنہِ تارِکن سَمکھُن
صُبحکے نۆرِ پان نأوِتھ گوو

مۆت نما پانہِ ناوِ ہے بڑوٹھے
زندگی وارِ پرزِ نأوِتھ گوو

رۄد ہَوہَس سُہ لولہِ حرف جراں
عالمَس کۄت شۄبہِ رأوِتھ گوو

اوس تَس نِش گُنُے پَتُن تہِ پَرُد
لولہِ ہۆت لول باأگہِ رأوِتھ گوو

رۄد ما خۄنہِ ستی اَچھر سگہِ وِن
کتی آفاق گاشہ رأوِتھ گوو

باغۂ پتۂ باغۂ ہَرِۂ واو وُڑاں
پوشہِ مۆت کس بہار چھاۄِتھ گوو

موت گوو موت زِنٛدِ پانہٕ سَرُن
مرنۂ بڑوٗنٹھے یہِ یاد پاۄِتھ گوو

اَز چھے پرٚبتھ طرفہِ دِہی ژھیتَے گاہٕ
اوس روٗحک نشاط ترٛاۄِتھ گوو



# مٚیہ دوٚپ

وبگہٖ لٹیو مُت گٹہٖ زوٚل

سپٖنَس مٹز شڑ وٚپہٖ رووٗم

پھبر نہٖ نزیو

ژھٹٖ

زٖ ژٖ دری یاو

رٖ ہتھ گے تارَ کھ

کُٹھی قبرن

گہہ پیٚو

تھوٚ دۆتھی

شُکرانہٕ کوٚ رُکھ

میٚہ دۆپ

شاید

وأتسَن ہُنٛد

گوٚ ٹ شَب گو وآدا !



# اُنۂ پھُڑی تو

ژُھری گائمتی دِ ہیۂ نیمتی بازر

وَن ہاپیتھ

ۇتھِۓمتی

خوٗنۂ لِیتھوی متوٗ چاڻبو

گاراں

لاراں

سَمکھو کتہِ

گرِ کثیاہ نیرَ و

آنۂ پھٹڑی تو

تھاراں چھس!



# پیشین گوئی

شہرِ گرِ ہتھ

صحرا وَ پتہ

اکہِ اکہِ سَتہِ وِنی سوّدِرَن

نادِ ڑِ وَمَس

چھِم وونی

سَتہِ وَے

## پتۂ لاراں

کاثہہ تھوٚ ثگ ؟

کاثہہ ژھمن ؟

کاثہہ بوٚ ٹھ؟

وأتٟ وٟ ٹھَن گُن

خوٚنۂ مَلَر

ہیٚرِ اَسمان تہٕ

خۄنٕۍ خۄن

اوٚس تُہنٛد گُف صلعم

آو برابر



# دَگ

رَسہٕ رَسہٕ

اَمہِ دَچھِ رأنٹ

بہ وڈلہٕ نَس

زیٹھوٕ أڈ جل ؤ تھرَ و

ژھانپ پیٚم

بے انت سیہ گٕنی خابس منز

ہبنۂ آمُت خاباہ

یم کم آخ

مےٚ ہیرِ بونہ پأنس

ووتۂ لیمتی

کس ونۂ؟

گٔس بوزبم؟

سأری پنۂ نمن زَخمَن ھش

دَگ للۂ وان!



# براھُنڈس پیٹھ

کوّت پلہء؟

واوڑلاں آکاش

دوہء موصُم

ماجن ہشدی

ڑھبنہء گاۓتی

مُری گاراں

رَتہٕ اۆنگجو

ہوٕہَس پٹھ

مقسوم لکھان

لۆکہٕ عرصات

رٕ ہِستھ آمُت

شور یٖو مُت

میٲنِس براندَس پٹھ !



# چشمَن تل

سوٚ دِر بُٹھِس پیٹھ

گُھو

اَکھ کر بزل ژھائے

ڈُنیب!

اَوِ ژِے پھک

ژےٚ آسبتھ

ٲتۍ جَن

سۆ درٕ اَپارِ مہِ نامولوٗم جہانٕچ
شیچھۍ ؤنہِ ہٕش

صُبحے صُبحے

وَتہِ وَتہِ پھیران چھُس
ٲتۍ جن ہند ژھبنٕ روٗس اَتہٕ گتھ

# چھم چشمن تل

ووتہٕ لان

اتھہٕ مؤراں چھس



# شروٗنۍ شروٗنۍ

وۄنۍ چھنہٕ

کانٛہہ آواز یوان

نہ چھُ کانٛہہ

ہوٚ کھہِ مُت بونہٕ وٕ تھر

کلہٕ ٹھاسان

نہ چھُ کانٛہہ

پگھۂ ٹاس

نہ شُری ہئز باکھ

نہ ہوٗنی وٗنگُن

مُژی مُژی

دوٗرِ قلایۂ نیٔپری

زنجو ربن ہُند شرونی شرونی

ودتہ لان

کاشہہ گولہِ صدا

أچھ مؤ راوان

پانَس منز شرؤ پہ راوان



# سوال

سورج ہوری !
ڈری گنڈی گنڈی چھی
تارِکھ
ستی پکان

ڈنی دی دی اَسہِ
گاش سوشیو

کھےٕ أئجمو

أیپئن أس

ژٕ ماچھک

بالہٕ أپاری مِہ سبزارٕ چ

نتہٕ

وٗ ژھہٕ مٕو اَسمانہٕ

تہ نتہ

میانو لڑ کانو پھٹو؟

ڑ کو سہ چھک؟



# توہہِ ما وُچھہٕ ون؟

مَس یَلہٕ ترٛاُ وِتھ

مُشک ژٔھٹان

اُس

اَیپٔژن مٔژ

گاشِری سۆ درٕن پھیران

زانِہ پانَس مٔژ

آکاشَس پَتھ تراوان

واوِ کہارَو

نیہِ کتھ

نا مولؤم جہاتَس؟

توہہِ ما وُچھون؟

توہہِ ما وُچھون؟

وِنہِ چھُ

یو ہےَ آلَو

دو تلان

کو ہہَ تیغتا لسو

گُلی گنہِ رَس مثر



# ہمٔ وٕتھی ژٕے

اَڈٕ ڈٕ دی ملبَس تل

ہبنہٕ آءمتی

ژٕنہِ مونگر

وٕتھی

نٛوزٕوٚ زبتہٕ ہبتھ

ششترٕ وبن پہرٕ دَرن

کرہنۆ چانٹھو

چشمَن دام دُیتمکھ

زِندانَن بَرٕ وٲتھی گٔے

وَن وولہٕ سِنہٕ آے

بُتہٕ لارِیۆس



# وُزملہٕ ورُشن

اۆ برٕ چ ژھائے

تہِ چھنہٕ تاپرٕی باگن

ستہٕ وَے سَر ہۆ گھی

اَتھہٕ تُلی اٗ اَخر

بونہٕو، لۆکن ستی

ہُے وۆ تھ

سینہٕ أنٛدرٕ ی گگرایہِ صدا گو و

بۄ زُونا

سُجدَس وٕ تھی

وُ زملہٕ وَرشُن گو و



# سبکھ

سَر وِقدَس

گاشِرِ شانَوبون

اوٗسُس گوٚن مَس

جتِگۍ اَن ہٕرِ شہِ شہَن ہنٛز

مأتھر دِژنَم

کمہِ ہَٹہِ

وونہٕ نَم

پان سَرُن چھے
ذاتھ وَنُم اَدِ بڑ وۄنہہ پکھ

تَنہٕ
چھم سکھ زالو مٔنزی
پرِیڈان!



# اِستغفار

راتھ تہِ

بَر پُھٹہٕ راْ وِتھ ژائے

اَن ہٕری شَن بُتھی

نہہٕ ناْوِکھ

ماجن وَچھ پراْ ٹِکھ

موصُم شُری

بوٹن تَل ماٰنڈِ کھ

چشمَن گاش

سو تیو کھ

مُشدَن منز

ڈبکہٕ نوٚہر اُوِتھ آئے

دوہدِش ،کس کارَس گئے

تھَہہ رےٕ متی

استغفار پران



# صدا

دوہہ اکہِ

آئے وٗ بِستھ

بالَو پیٹھہِ

دَستارَن ہنڈی

شِملہِ ژھٹان

گرِ پتہِ گرِ

آواز دِ ڑ کھ

بَرڑھاَسِکھ

وُنہِ چھِ یِوان

گُلی گنہِ رَس

ژھایَو کَنہ

گُری ٹاپَن ہشدی

نغمأتی صدا

# صدا

دو ہہ اکہٕ

آئے وٕ سِتھ

بالَو پٹھہٕ

دَستارَن ہنڈی

شِملہٕ ژھٹان

گرٕ پتۂ گرٕ

# حاٗرَتھ

یۆ دوَے

یَتھ وأ رانٗس منٛز

کنہٕ دۄرَن ألہٕ راں

کرانکل واجہٕ زٕژَن

چون نبسگاہ وأتِتھ پیٚون

گل پھۆلہٕ رأوِتھ

راون

غاۓب گژھن

چھنہٕ حاۓرتھ

تیٚلہِ حاۓرتھ کیٛاہ؟

اَو

میٛون یہِ

وبتہٕ راون

بۆڑحاۓرتھ!!



# کھنگالہ

اَسہٖ وِنہٖ ہونجہٖ
لعلستانچہٖ
کتھہٖ گٔری گٔری
اَن زٲنی مسافرن
پانَس ستی نِو ان
گُلی گنہِ رَو

ہاپتھ نارَ وٕمژٕزی

پوشہِ وَنَن گُن

نکھہٕ یتھ

کوٚہہٕ تیٚنٛتاٮ۪لی

اَسن کھنگالاہ تراوان



# ژکرنہٕ آئے

مَجلِسہِ منز ژھی اکہِ اکہِ
رۄ دی کران دعوائی

بَڈِ ہَٹہِ
موتہٕ حیاتچ
سام ہینچ
بُتہٕ راتھ چھےٚ کیٚاہ

نَب کیٹاہ؟

تارَکھ؟

شُنیاہ؟

وَکھ؟

وُچھان وُچھان

گیۡنہِ زالَن وٕلی



أچھ گاش سوتیٖو کھ

تہٕ شہٕ لۄسُکھ

میٚژِ گُن

وکرنہٕ آئے



# وَرق

ہَتہٕ ئبدی پکھ چِی

سوٚنہٕ کانَن ہُنٛد

پَے ہیتھ آمتؠ اَسی

صبحس

مرٕ نِنٛدرِ وۄتھت گٔے

گرٕ ترأ وِتھ گٔے

کتہِ ژھارَن؟

کوٚت واتَن؟

موٗمتی چھازِنٛدٕ پان سران؟

عرفانکۍ اسرارُ چھان؟

سورے مِتہِ شَہہ چھس سونچان

دوٚ برنہٕ ینہٕ بڑٕ ونٹھے

سونہٕ ہاَرۍ وَرق

سومبرٕ اوَکھ

پاَنس ستۍ نِمکھ



# راون شایہ

لگہٕ ناڑوہ

یتھ کرِہنس بالَس

کھوٚت اَسمانَس

چھنہٕ کانٛہہ ہَوٕچ گرا ےتہٕ

گُنہٕ ہَنٛز

چارسوۍس پېٹھ

رؤ زِتھ گے

پِیہ نا

گُنہِ کَنی اسرافیل

مےٗ چھِم بَدٔ نَس گو پھٔ غارٔ گُمتی

ڈُھ کتھ مُشٔ رَو

یِیٗتہِ ژھو پہِ

موتۂ حیاتکی راز چھِ وو پداں

راوَن شاین

راواں



# رِ کھہٕ

یێتہِ کیٚاہ ڈیشکھ؟
کلہٕ نوٗمر اَوِتھ لگہٕ عرصاتَس گُن
توٚپَن ہنٛدی گأگلو

شیشہِ دٕ رٲچن
ہنٛدبو ریزٕ و
پأنَس ناوکھنان

آدٔمی مؤرٔ ژموکل

نؤرأنی وَرقَن

ماثڈان!

ییٚتہِ موصومَن ہشدِ

چھکۂ رنۂ آمِتہِ

خؤنک رِکھِ پؤنز

وہتے لان

ہیر بونے نال ولان



# حساب

زہو أنہِ مَے

اَچھرن ہنز آگاہی دِژمَے

پنہِ ہِندِ رتزاوکھ

قلمس ٹھری ٹل

چھے دودِ دامَن

وُنہِ ژٔے حساب دِنَے



# تیوٚ نگل

دوہہَ اکہِ

باغَس

پِوٚ نے سوشتہِ

ژےٚ ہی تھَر لا جے یتھ!

کوٗت جہار چھُ تمہِ کوٚ ڈمُت

نپہ نپہ کرِوٚنی مُشک ژھٹان

ساتھاہ یِزٕ ہے

ڈُچھٕ ہکھ

ہیٚرِ بوٕنہٕ تیٚوٚ نگل لاٗ ری

دزاں!



# گوپھہ

یوٚت گرِڈھ ہا
بادَم پھلیہِ فضا
اوسُس ءستی پکان

تَخ لوٚ ءگمُت
لرِکانٛن
شیٚن پھوا اوس

# صحیفہ

یَتھ أنی بازارس منز

کھوچہِ موہر پکان

کیاہ؟

پوٚز؟

کتہِ، کیُتھ؟

گرٛشہ تھورٕژھہ رِتھ

أچھ گاشہِ صُحیفکۍ مسودٕ

گرِ شَلفس مٔنز



# شاپھ

مِیڑِ پھڑِءِ متی

مِیڑ گاراں

کائنسِ تِہ

اَسماءِنچ کل گنہِ ہا!

کائنہ کارِوہ گُن

زنجوٗ رہن ٹوکہِ سوٗر گرِتھ

ووتھِ ہا

مےٚ تہِ ژَلہِ ہا وُمرن ہُنٛد شاپھ



# سونہٕ ہأرؠ مَس

جامہٕ کٔڈِ تھ

نَپہٕ نَپہٕ کرٕ ڈُن رُم رُم

کٔیاہ چھے گاراں

شرانو شرانو

سیمیں آب

وَساں بالو پٮ۪ٹھہٕ

گُلو گُٹڑا، پَل، لَرِ، دوسہِ

گئیہِ آبَس تل

آبَس پیٹھ

وہراونۂ آمُت

سونۂ ہاَری یہِ مَس وَتھ!

سوُرے عالم ہیۆتہِ تھَن تل



# وِداع

زانہہ تہِ اوٗنتھ نہٕ
وُٹھَن پیٹھ

کُس چھُک ؟

کتہِ آمُت ؟

گٕن زوٗن اوشکھ

لبِہَرن نبض وُچھان

پوشہِ تھر بن ہنٛدِ خاطرٕ

اوشکھ

ہردِنہِ ژھٹہِ بُجھِ سینہٕ دواں

تمہِ دوٗہہ

دَم پھُٹۍ اوشس

چھوٗن تہٕ نوٗۓ

چشمَن وہراتھ اَنجی

راوٕ ژِنکس یتھ رأوِ ژِتس بازارَس منٛز

ونتہٕ

مےٚ ژتین کوسہٕ نبسبتھ آسہ

ہیوٚن دُشِن اوسے

سیہ گٹہِ دژاکھ

ژٕ وُٹھۍ گُمجارَس رأچھۍ گرِتھ

دامانۍ دِتھ



## وَتم

گُس تاں آلَو گو و

گرِ پتھ گُن تڑ اُ وِتھ

ساأری اُسی کھسان

وُڈزَن گُن

ہجِہ ہجِہ کوُ ہی وَتہِ

واثَم دروازس تام

تہِ وونہِ ہَم

شیچہِ شُرکبو مُژری

دژ اُمت

پانہِ کفَن پأر اُوِتھ.

نۏرِ علم ہیتھ

اوشُس

کۏہی وَتہِ گاراں

# اَتھےٖ

دون زَنگن پٹھ

پکہٖ وُن آدم

آدم زادَس

شرِ دنہِ گُرِ لاگان

اَتھےٖ؟

اتھےٖ ڈیشتھ چھس راواں

دوشہِ وَے اَتھہٕ

أکی ہِے آنَس مٔژنی نَم

لارٕ وِنس آبَس

پُشہِ رأ وِن

گرٕ ھ

گوڈٕ اَیینَس کھے کاس

بہٕ یێتہِ نٕے پیٔا رَے



# قبرَو منٛز

نیہہ گٹہِ نیرِتھ

پَتھ وَنہٕ

نَم ژٕم آسی ژٹان

نیہہ گٹہِ چھِک

ودٕنی زورٕ کڈان

ناوتہٕ کرٛزام

پرٕژھان

شیٛنَس منٛز

پرٔ ژھان

شینَس مٔنز

شِٹھٕ راواں چھِک

ریشَس اوُسُس

گُھر آمُت

أچھ نار ژھٹان

دوٚپہٕ نَم

وُچھ

سو سہٕ رٕیمتی

کرٕ بزٕ وٕتھی

خوٗنَر دنٕد مہٕ رأ وِتھ قبرِ وِمٕزٕ

سمسارَس ناش کرَن!



# کوٚت پیٹھ وڑاے

گرِ ترا اُوِتھ
وِتھی
کوچِہ گلین ، سڑکن پیٹھ
وولہٕ سَنہٕ آ ہتی

گُھمہ لاراں آئے
سَر وَو شوقہٕ قدم تُلو

مسولہٕ

پرٕ دِ ٹُلِتھ کھوٚڑ ڈبہٕ ڈالاَن

وَتہٕ پأ راوِ گولابوَ

کوٚت پیٹھ دزٕ ائے ؟

یَم

ترٚوپہٕ رِتھ چھس

# ژیرِ گومٹ اوشکھ

پِتہِ چھُ

اَسی ہیوٚ آدم زاد

کلَس کھالون تہٕ کتھ پٹھ؟

یہِ چھُ بَس حرفَن ٹلہٕ ترا وکران

دوہہ اکہِ

گُلِ گٹُ، پَل، تارکھ، پاں ژادَرِ

کو ہہ تبختائلی تۂ جاناوار
ژٔسِتھ آئے

دروازَس پیٹھ!

أچھ آیگھ مُژ رنۂ
یَتھ زَنمَس مژ

چھایُتھ آدم زادتۂ

یُس خاک نشین آسِتھ تہِ

چھُ اَسمانَن ہنٛدی رازونان!

ژٕ ریٚ گوٚمُت اوسُکھ!



مطبوعہ شعری مجموعے

اردو

۱۔ عروس تمنا

۲۔ نایافت

۳۔ لاحرف

۴۔ شاخ زعفراں

۵۔ وادی امکان

۶۔ خواب رواں



حامدی کاشمیری

کشمیری

۱۔ نار س آتھ واس

۲۔ یتھ میانہ جویہ